شُرِ بن ہِنٛدِ باپتھ رایمہِ تہٕ نظمہٕ

# بوٗل بوٗش

مظفر حسین دلبرؔ

Muzafer Hussain Dilber

Bool Bosh

یہ سوٗمبرن چھِ مختلف رنٛگن ہنٛد بن پوشن ہنٛز خوشبوٗ ژھٹہٕ ونی چمنہٕ ہن ہش۔ یمہِ سٟتی معصوٗمن ہنٛدِ دِل رٔنزناوِنۍ، تہِنٛدۍ احساس دُزناوِنۍ۔ تِمن پننہِ أندۍ پکھچ زان کرناوِنۍ تہٕ ماحولس رأچھ کرنٛگ لول تہٕ جذبہٕ دُزناوِنۍ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ کلٲم پأٹھۍ چھُ شُرِ بن ہِنٛدِ انسان تہٕ رٕتۍ شہری بناونک مقصد ظٲہرِ تھاونہٕ آمُت۔ اتھ چھِ موضوعن ہنٛز رنگا رنٛگی تہٕ زبأنۍ ہنٛز سلاست موجوٗد۔ پٔزرٕ چھُ یہ زِ شاعرن چھُ شُرِ بنٛتھ یمہِ سوٗمبرنہٕ باپتھ مواد تخلیق کوٗرمُت۔

غلام نبی آتشؔ



Bool Bosh

by

Muzafer Hussain Dilber



# بول بوش

شُرہن ہنڈ باپتھ رایمۂ تۂ نظمۂ

مظفر حسین دلبر

سأری حقوٗق چھ مظفر حسین دلبرٕ سنٛدِ حقہٕ رٕژھرِتھ

کتابہِ ہُند ناو : بول بوش

(نٔثر بن ہندِ باپتھ رایمہٕ تہٕ نظمہٕ)

شاعر : مظفر حسین دلبر ابن سلطان محمد سلطان

پتاہ : گُر، ویجہ بیور: اننت ناگ کشمیر

کتابہِ ہُند قیمتھ : ۲۰۰ روپیہ

شایع سپدنک وٕری : ۲۰۱۴

سرورق تہٕ طباعت : المختار پبلی کیشنز اسلام آباد (اننت ناگ) کشمیر

کتاب میلہٕ نک پتاہ :

Muzafar Hussain Dilber
Kandarpora, Guree. P/O Guree via Bijbehara
Distt: Anantnag , Kashmir
9906535484,,,,,9797146990

Maraz Adbi Sangam, Bijbehara
district: Anantnag Kashmir

Dr. Gulzar Ahmad Rather
Cultural Academy, Lal Mandi , Srinagar



# اِنتساب

پننہٕ نِس مألس ماجہٕ ہِند ناوٕ

یمو میٚہ

لفظن ہُند اوٗپ ژوٗپ کوٗر

مظفر حسین دلبر

لولہِ باغُک چھکھ ژٕ پوش
چُھکھ ژٕ سون جِگر گوش
مہ سہ روش ، مہ سہ روش
لگے ژٕ کر بول بوش، لگے ژٕ کر بول بوش

دۆن اُچھن گاش چھکھ
گِپچی آش چھکھ
ژٕ چُھکھ میون ہمتھ جوش
مہ سہ روش، مہ سہ روش
لگے ژٕ کر بول بوش، لگے ژٕ کر بول بوش

مظفر حسین دلبر



## ترتیب:

# پیشِ گفتار

یودوے برونہہ تہٕ کأشرزبأنی منز شُر بن ہندِ باپتھ ادب تخلیق سپدان اوس مگر گژتامے تخلیق کارأسی اورکُن سنجیدگی سان توجہ کران۔ پتہٕ مو کینژہ وٕ ریو پٹھہٕ ہیوٚت واریاہو تخلیق کارو شُر بن ہندِ باپتھ ہیتھہٕ تہٕ پوٗرٕ سنجیدگی سان توجہ کرُن۔ وٗں چھے پرتھ وٕریہ اکھ زٕ کتابہٕ شایع سپدان یتھ پتھ اسہٕ خوش سپدُن پزِ تکیازِ معیأری شُری ادبچ ویژھے کانٛسہٕ چھے سخ ضرورتھ۔

اتھ پھروُژ کوٗششہٕ ہنکن بیٚو وجہو علاوٕ زٕ اہم وٕجہ أستھ۔ اکھ یہ زِ وٗں چھے کینژہ وٕ ریو پٹھہٕ کأشرزبان سرکأری تہٕ غأرسرکأری سکوٗلن اندر مِڈل سوٗتھرس تام لأزمی مضموٗنہٕ رنٛگی پرناونہٕ یوان۔ یِمہٕ باپتھ نصأبی موادضرورتھ چھُ۔ دوٗیم یہ زِ کینٛہہ ادبی تہٕ ثقافتی ادارٕ چھِ شُر بن ہندِ باپتھ لیکھن والین حوصلہٕ افزأی تہٕ پزیرأی کران یِمہٕ ستی تِہندِس شوقس ہُر بر سپدان چھُ۔ شُر بن ہندِ باپتھ یِمن لیکھن والین منز چھِ بُزرگ تہٕ شأمل تہٕ نوجوان تہٕ۔ ہرد تخلیق کار تہٕ تہٕ خواتین تخلیق کار تہٕ۔

ئیمہٕ نے منز چھُ اکھ نوٚوٲرُد نوجوان مظفر حسین دلبرؔ۔

''بول بوش'' چھےٚ مظفر حسین دلبرؔ سٕنزن شُرۍ باشن تہٕ نظمن ہٕنز سۆمبرن۔ دلبرؔ چھُ اکھ مٲھیٚل، منہٕ کوٗمل مگر شوٗقل نوجوان۔ شعر گوٚیی چھس وراثتس منز ترٛٲمژ۔ تٔمۍ سٕنٛد وٲلد صاب سلطان محمد سلطانؔ چھِ کم معروف مگر جینوٗن شاعر تہٕ شعر شناس۔ دلبرنہٕ زیرِ نظر سۆمبرنہِ منز چھےٚ مختلف وٲنسہِ ہندٮ۪ن شُرٮ۪ن ہنٛدِ باپتھ نظمہٕ تہٕ نیشہ بدٮ۪ن ہنٛدِ باپتھ رایمہٕ۔ ییمہٕ تٔمۍ دلنشین اندازس تہٕ اسلوبس منز تخلیق کرنہٕ آمژ۔ ییمہِ سومبرنہِ ہُنٛد وارِیاہ مواد چھُ نوبالغن ہنٛدِ گوٚژھِ۔ اختصار چھُ پرٛتھ رایمہِ تہٕ نظمہِ ہنٛز شوٗب۔ شُرٮ۪ن چھُ اختصارے پسند۔ موخصر رایمہٕ تہٕ نظمہٕ چھےٚ سیٚٹھاہ جلد زٮ۪وِ کھسان تہٕ ژیٚتس روزان۔ دوٚیِم سیٚٹھاہ اہم شاعرانہٕ گون چھُ دِلبرنٕ یہِ ورتوومُت زِ مصرعن، شعرن تہٕ ییم مصرعن منز چھےٚ زبردس روٲنی یُمہِ سٟتۍ اوہنٛد اندرِم سازُت سۆترس پیٹھ یِوان چھُ۔ موضوع چھِ تمےِ ییم شُرٮ۪ن پسند چھِ مثالے کھیٚنہٕ چیٖزٕ چیٖز، گندنکۍ چیٖز، جاناوَر، پۆشہ تہٕ کینٛہہ موخصر کھوتہٕ موخصر منظوٗم کہانیہٕ۔ یہ سۆمبرن چھِ مختلف رنٛگن ہنٛدٮ۪ن پوٚشن ہنٛز خوشبوژھٹہٕ وِنۍ چمنہٕ ہِن دِش۔ ییمہِ سٟتۍ معصوٗمن ہنٛدۍ دِل رُژنادن، تِہنٛدۍ احساس ذٕنادن۔ تِمن پننہِ أندۍ پکھ زان کرنادنچ تہٕ ماحولس رٲچھ کرنک لول تہٕ جذبہٕ ذٕنادنچ کوٗشش کرنہٕ



آمژ چھےٚ۔ کُلہُم پٲٹھۍ چھُ شُرٮ۪ن رٕتۍ انسان تہٕ رٕتۍ شہری بناونک مقصدِ نظرِ تل تھاونہٕ آمُت۔ اتہِ چھِ موضوٗعن ہنٛز رنگارنگی تہٕ زبٲنی ہنٛز سلاست موجوٗد۔ پزٕر چھُ یہِ زِ شاعرن چھُ شُرٮ۪ن ہٕنٛدۍ ییمہ سۆمبرنہِ باپتھ مواد تخلیق کوٚرمُت۔

مےٚ چھُ خوشی زِ پننہٕ نِس أمِس ہونہار طالب علمہٕ سٕنٛدِ ییمہِ شعرِ سومبرنہِ ہٕندِس مسودس دِژِم محض تٔسنٛد دل رچھنہٕ موکھہٕ تہٕ تسنٛزِ حوصلہ افزٲیی باپتھ اکہ دہ یہ پھِرِ نظر۔ أمس منز شعر گوییِ ہٕندِس مٲدانس اندر وارِیاہ برونٛہہ پکہٕ نکۍ امکانات وُچھتھ باسیوم زِ ییٚنہٕ کالس منز چھُ کٲشرِ زبٲنۍ اکہ جینوٗین گونماتھ مظفر حسین دلبرؔ پاتھن وول۔ شرط چھُ تٕسنٛز محنت، یکسوٗیی تہٕ ہیٚتھے ریاض۔ زیرِ نظر شعر سۆمبرن سپدِ کٲشرِس شُرۍ ادبس منز اکھ معنہِ سووہُر برٛ ثابت۔ وُں گوٚو کمی کوتاہی چھےٚ آسانے تہٕ اصلاح کرنچ تہٕ معیار ہُر راونچ گُنجٲیش چھےٚ پرٛتھ چیٖزس منز موجود آسان۔ یہے چھےٚ ییمہِ شعر سۆمبرنہِ ہنٛز حقیقت تہِ۔ تاہم گژھِ پرٛتھ نوٚوٲرُدس حوصلہ افزٲیی تہٕ پذیرٲیی پاٹھۍ نتہٕ چھِ تِتھۍ گُل دتہِ پیٚٹھے پھولِتھ برونٛہہ برٕ گژھان۔ لہٰذا چھُ دلبرؔ تہِ حوصلہ افزٲیی تہٕ شاباشی ہُنٛد حقدار

نانل، اننت ناگ
غلام نبی آتشؔ

۲۱/اپریل ۲۰۱۴ء

# گُل میوٗٹھ

مظفر حسین دلبرؔ چھُ ووٗنی وار یاہ کالہٕ پٹھ ادبس مختلف رنگن ہنٛز دلبری کران۔ گراوٕ چھُ مزاحیہ شاعری ستیٖ محفلہ زعفران زار بناوان تہٕ گراہ سنجیدہ غزلہٕ ہندِ خوبصورت شار بوزناوتھ شاباشی لبان۔ از چھُ نوو رنگ ہتھ بازرس منٛز موصوٗم اندازٕ پٕنٛز ارزتھ ہتھ درامت۔ شُری رنٛز ناونہٕ شُربن "بول بوش" ناوٕ یہ ڈالی دِتھ تہند بن آوجن تہٕ زاوٕجن موٗرن عٲلمکو سرتازٕ گُل پھولراونچ نیت ہتھ۔

رب دِیِنس قلمس تہٕ زوٗس آیہ تہٕ پایہ

زاہد مختار

مدیر "لفظ لفظ"

نئی بستی، اسلام آباد کشمیر



# شُکرانہ

ساری شُکر تہٕ ثنا تس پاک پروردگارس کُن یُمی مےٚ اکس معموٗلی طالبہ علمس ادبکس مٲدانس منٛز یہ شرف بخشِ زِ میہٕ ییٚچ شُربن ہندِ باپتھ یہ "بول بوش" ناوٕ چ اکھ شعرِ سوٗمبرن شایع کرتھ۔ میہٕ اوس نہ زانہہ تہٕ یہ سونٛچمت زِ بہ کیاہ ہیکہ کانہہ کتاب لیکھتھ مگر اللہ تعالیٰ چھُ بہتر زانان زِ کمہ ساتہٕ کُس کٲم دیاوِکہ ہِندِ ذریعہ انجام۔

میانی یہ کِتاب لیکھنس منٛز چھُ مےٚ وار یاہن دوستن، رفیقن ہُند اتھواس شامل یِم میہٕ وِزِ وِزِ حوصلہ افزٲئی روٗدی کران۔ میہٕ چھُ یاد زِ اکہ دوہ اوٗسس بہ دیالگامس منٛز کلچرل اکادمی ہندس اکس مشاعرس منٛز شامل ییٚچ صدارت ڈاکٹر گلزار احمد راتھر صاب اٲسی کران یِم کنلون اسۄر روزان چھِ۔ ڈاکٹر صاٲبن وون میہٕ کتھِ کتھِ منٛز زِ ژٕ لیکھ شُربن ہندِ باپتھ تہٕ کینٛہہ تہٕ کیازِ ووٗنکین چھِ شُربن ہندِ باپتھ لیکھنٛچ ضرورت۔ ڈاکٹر گلزار صاٲبن یہ مشورٕ بوٗزِتھ پھیوٗر میہٕ شُری ادبس کُن ظون تہٕ میہٕ لاج غزلن ستیٖ ستیٖ منٛزی منٛزی شُربن ہندِ باپتھ نظماہ نظماہ تہٕ رایماہ رایماہ لیکھنہٕ تہٕ یتھٕ کنٛی گوٚو میون شُری ادب لیکھن

شروع۔ امہ پتہٕ یوس تہٕ نظم یارایم بہٕ لیکھان اوسُس تہٕ سہٕ اوس گوڈٕ ؽبتھ پنہٕ نس ٹائٹس یارس تہٕ کائژھس بأیس جناب افتخار اُنجم صأبس فونس پٹھ بوزناوان یم زن آدٕ کھنہ بلہٕ روزان چھِ۔ افتخار صأب روٗدمیہٕ ہمیشہ پننہٕ نو مشورہٕ تہٕ حوصلہ افزأیی کران تہٕ ہمت دِوان۔ اللہ تعالیٰ کرِینس رحم تہٕ بہٕیہ تھاونس خوش تہٕ خوشحال۔ آمین۔

امہ علاوٕ یہ کتاب تیار کرنس منز یمس انسان ہندی میہٕ پٹھ سبٹھاہ احسان روٗدٕ تم چھِ میأنی ووستاد محترم جناب غلام نبی آتش صأب یموزن بہ دؤن وٕری ین گورنمنٹ بأیی سکوٗلس منز پرنوومُت چُھس۔ آتش صأبن دِژ نہ میانہ کتابہ اُستاد ہندِ حیثیت نظر بلکہ شفقتہٕ سان کوٗر رُکھ میانین اوگربن تھؤگربن شعرن اصلاح تہٕ یم گے بازرتراوٕنی لایق۔ اکھتہٕ دِژ یہ کتاب تمہٕ دِ ترتیب تہٕ۔ اللہ تعالیٰ تھاونکھ ہمیشہ خوش تہٕ خوشحال تہٕ اسہ پوشہٕ ناوِنی یہند سایہ۔ آمین

بہ چُھس حدٕ کھوتہٕ شکر گزار پننہٕ شریک حیات فردوسُن تکیازِ دپان اُکس کامیاب مردس پتہٕ کنہٕ چُھ ضرور اکھ نیک خانہ دارنہ ہُند اتھ آسان۔ یہ میأنی کتاب لیکھنس تہٕ تیار کرنس منز چُھ میانہ خاندارنہ ہُند یتھے ہیوٗ دثبوت میلان تکیازِ میہٕ اُس نہ یتھ دروجر کس دورس منز کتاب شایع کرنس سوٗ نب مأئی حالت ٹھیک کینہہ مگر یہ کتاب تیار کرنہ خأطرٕ دتُت میہٕ امہ گوڈٕ



ؽبتھ گُلی میوٗ تھ رٕنگی پانژھ ساس روپیہ یم امہ گھرٕ خرچہ باپتھ جمع اُسی کرمتی۔ ساروے کھوتہٕ اہم کتھ چھ یہ زِ میانہ یمہ کتابہ ہُند ناو "بول بوش" تہٕ کوٗر تمی۔

بہ چُھس زأہد مختار صأبُن تہٕ سبٹھاہ شکرگزار تکیازِ میہٕ یلہ ادبہٕ کِس مأدانس منز گوڈٕ نیک قدم ترایاو۔ زاہد صأبن کوٗر میہٕ وٕتھہٕ وأنجہ ویل کم تہٕ تھوونم پتنُن نیچوزأ ؽبتھ کلس پٹھ اُستادٕ سُند اتھہٕ تہٕ روٗدٕ م بڈٕ بن بڈٕ بن شأعرن سمکھاوان یمہٕ ستی میہٕ واریاہ کینہہ ہیوٗ چھ تہٕ لیوٗ کھ۔

یمن سارنے ہُند شکرگزار آسنہ پتہٕ یہند بدولت وونکین یہ کینژھاہ بہ چُھس تمہ کہ شکرانک بنیأدی حقدار چھ میون مول موج یمو بہ محبتہٕ تہٕ مشقت کرِتھ پوٗس تہٕ صحیح تربیت دِتھ پننین زنگن پٹھ کھڑا گژھن لایق بنوووٗس۔ یمو روٗ چُھس نہ بہ لو کچارس منز کھونہٕ کھونی یوت بلکہ نکھہٕ نکھ فرنوو ہبس تہٕ کیازِ میہٕ اوس زندگی ہندبن واریاہن وٕری ین صحت سبٹھاہ خراب۔ یہ دپٕی زِ تہٕ مرنس اوسُس پیوان بلکہ مُرتھ اوسُس بہٕیہ زندگی لبان۔ امہ موجوٗب فرنووٗس بہ یمو تمام کشیرِ ہندبن ڈاکٹرن تہٕ پیرن فقیرن۔ واریاہ رأژ راوٕ راو کیھ۔ میانہ دادِ گے ہسپتالن تہٕ گہے استانن۔ اللہ تعالیٰ دِ ہنکھ رُمہ ریشُن آے تہٕ میہٕ پوشہٕ نأین یہند سایہ پرٕ بتھ کُنہ عالمس اندر تہٕ بہٕیہ تھاوِن

مےٚ ہمیشہ یہُند فرمانبردار تہٕ یژھ نم مرنہٕ کس دمس تام یہنز خدمتھ کٕرٕنی۔
۲۰۱۰ؑ سپُد مےٚ شفیق تہٕ رفیق ماجہ سےتۍ حج بیت اللہ کرنک موقہٕ نصیب تہٕ تتہِ گر اللہ تعالیٰ ہن میانہ ماجہ ہُند میأنس حقس منز دعا قبوٗل تہٕ مےٚ کوٚر اللہ تعالیٰ ہن شفا عطا۔ رب بخشِتھ سارنٕے بیمارن شفا تہٕ میأنس مألس ماجہ ہیرنی سأری ارمان۔ آمین۔

شأعری چھم ورأثس منز میوٚمژ۔ دپان پرانہ وقتہٕ اوس سانیو جنتی جدو منز گستام جنتی یِیے ناگہ وُزن ہش لگتھ میٹھ تہٕ مُدھرِ ہٹہِ بأتھاہ بأتھاہ گوان تہٕ اتی پیٹھ روٗد یہ سلسلہٕ جأری تہٕ تو رامیک آسن میأنس بابہ صأبس سلطان محمد سلطان صأبس تہٕ میأنس بابہ صأبس پتہٕ گٔے اسہِ پانژو بارنو منز مےٚ کانژہس یہ پتہٕ نیوٚر گۄو تہٕ رنگان۔ اسہِ پانژو بارنو منز سأنی ماجہ بجازِتھ بینہِ شاہینہ ۲۰ دسمبر ۲۰۱۳ؑ یہ عالمہ رحمت حق گٔے۔ اللہ تعالیٰ کٕرنس جنت الفردوس عطا۔

مےٚ پتہٕ چھ میانہِ تۄشرٕ مکان جانس، آفرین جانس، تہٕ مومن صأبس منز امکو آثار خاص پأٹھی چھ آفرین جانس اور کُن شوق تہٕ آے ہیو حالانکہ سو چھے دُنہِ ستہٕ دٕرژ۔ لہٰذا پتہٕ زانہ خدا کس کس آسہ امیک فأض نصیب۔



أخرس پیٹھ چھس بہ مراز ادبی سنگم کین تمام ممبرن ہُند تہٕ سبٹھے شکر گزار یم مےٚ ہمیشہ حوصلہ افزأیی کران روٗدی تہٕ میانہ شأعری روٗدی نو ورنگ بخشان۔
مےٚ چھِ پتاہ زِ میانہ کتابہ منز آسن واریاہ غلطی تہٕ خأمیہ۔ میأنی یہ کتاب کتھ حدس تام چھ رژتہٕ زاننہ خأطرٕ روزہ تمام شفیقن تہٕ رفیقن، دوستن تہٕ تمام پرن والین ہنزِ رایہ ہُند انتظار۔

جولائی ۲۰۱۴ؑ

طالبِ دعا
مظفر حسین دلبر

دوءِ مُلِتھ چائُں تن

صاف شیشہ چون من

ژِ ما کنُیک تہٖ چُھے بوش

مہ سہ روش، مہ سہ روش

لگے ژِ کر بول بوش، لگے ژِ کر بول بوش

چانہٖ اسنہٖ ژلان داغ

چانہٖ گِندِنہٖ پھولان باغ

وندے پُن حبس تہٖ ہوش

مہ سہ روش، مہ سہ روش

لگے ژِ کر بول بوش، لگے ژِ کر بول بوش

منظفر حسین دلبر





# دعا

اصلِیح وتھ اسہِ ہاو خدایا گونہٖ ہَو نِشہ پتھ تھاو خدایا

افتابکی پأٹھی قسمتھ سوئے ہر ساتن پژلاو خدایا

پوٗشکی پأٹھن من موصوٗمن پھولرأ وِتھ مُشکاو خدایا

اَپزِچ نفرتھ ترأو دِلن اسہِ زیوٗ پوٗز پوٗز ونہٖ ناو خدایا

خوشی یو ہستی بَر سون دامن ہر وِزِ اسہِ خوش تھاو خدایا

سایہ پُن ژِ ے جأری سأری اسہ موصوٗمن تھاو خدایا

شیطان اَسہِ نشہِ تھاوُن دوٗرے مَس عرفانک چاو خدایا



# رٕژٕ کتھ

گُلشن بُند سبز پن
چۄن چُھ دِوان آکسیجن
زیادٕ یُس کھیٚیہ سبزی
تِمِس روزِ نہ قبضی

نم گوجن ٹُلنٕز تھوٚد
تمہ ستۍ روزان صحتھ سیٚود
تموکھ سگریٹ یُس چیٚیہ
تباہ گوڈھِ تہٕ بیمار پیٚیہ



آفتابہٕ چھ زٕژٕ
فائدٕ منْد تہٕ رٕژٕ
سبق یُس پرٕ
سُہ ماکائنسہٕ کھرِ

صفاي زیادٕ جان
بوز نصف ایمان
آسہِ یُس سیٚود تہٕ سادٕ
سُے گوٚو شہزادٕ

صُبحن یُس ووتھِ سُلہِ
فائدے فائدٕ تُلہِ
کرِ یُس حرکتھ
تِمِس بنہِ برکتھ



## وۏلہٕ سانیرو سوکۍل

وۏلہٕ سانیروسۆکۍل، وۏلہٕ سانیروسۆکۍل
گرِ یھُن چھُ فضوٗل، گرِ یھُن چھُ فضوٗل
پرولیکھو، پرولیکھو
لیکھو پرو، لیکھو پرو
اِدناکأنسہِ أکس کھرَ و
مساگژھہ دل مۆلول، وۏلہٕ سانیروسۆکۍل
وۏلہٕ سانیروسۆکۍل





## رُت بن

مألِکھ اللہ طرفَن طرفَن
صُبحن شامَن شہرَن گامَن
رُت بَن رُت بَن
پۆزوَن پۆزوَن
غلطس ما سَن
صاف تھاو تَن تہٕ مَن
اونٛد پۆک ہَن ہَن
دردِل لاگُن، پنٕنٮ۪ن وۄپَرن
خوشبوے پھألاو، پوشِکۍ پھاٹھِن
آفتابکۍ پأٹھۍ، روزکھ چمکَن



## سونہٕ گۆبرٕو

سونہٕ گۆبریو وق موٚ راہِ راو
عالم کرِ یتھ ژٕیے پٔتھ ناز
آوارٕ آوارٕ پھیرٕن ترٲو
کینٛژھا کر تیتھ کینٛژھا ہاو

اپزٕس نِش ژل واریاہ دوٗر
ژوٚی ژوٚی ژوٚی ژوٚی مٔنزل پراو
پوٚز پوٚز، پوٚز پوٚز ، پوٚز ورتاو
جوشا جذبا ہمتھاہ ہاو

یم شُری آسان رِتی تے جان
رُت وَن، رُت کر، رُت ورتاو
تمہٕ نٕے ہتین یارٕژ تھاو
مألس ماجے دل شہلاو

علٕمس ہش چھنہٕ کانٛہہ دولتھ
وُنہِ چھےٚ سُل گرٕ اَرکتھ بوز
حأصل کٔری تھےٚ خود ازماو
مدرس گژھ کر جل سکھراو





## علٕم

علٕمس ہیوٚ چھنہٕ کانٛہہ سرمایہ
تاپس مَنز چھےٚ علٕم ہے سایہ
مو کرٕ ضایع وَق گوٚبرو
مو کر ضایع وَق گوٚبرو

اَن پرٕھ روزِتھ گرٕھی ڈاکھ
ننہِ نے شانن مَنز ژٕھ کرٲیہ
موزٕ ذٕری ژٕری ژٕری نیری خاک
مو کر ضایع وَق گوٚبرو

علٕمس ستی تھاو دوہ راتھ لے
شمہکی پأٹھی درعلٕم مچہ مایہ
علٕمہ ستی لبہٕ ہن برزٕ نہٕ کنہٕ دے
مو کر ضایع وَق گوٚبرو

علٕم مکہ گاشے گژھہٕ ژلہٕ راو
علٕم ہے مُرتھ زندٕ ژٕینے تھاوے
روشن کر ژٕے قومُک ناو
مو کر ضایع وَق گوٚبرو

عِلم بناوی ژہ شؤبہِ دار
عِلم پکہ ناوی افسر آیے

عِلم واتہِ ناوی ژینے کتہِ کور
منزلس عِلوٗ مے ژینے واتاوے

عِلوٗ مہِ ستو نیری سأرے واش
عِلوٗ مہِ ستو روزی ماکینہہ ژھایے

عِلوٗمس پربتھ وِزِتھف ژے کر
اِدِ ما پوری کانہہ ء بلایے

عِلوٗ مہ ستو دأران گوحان آباد
عِلوٗ ے تار چھے وِرِ ونہِ ناوے

عِلوٗ مہِ ستی روزی وِقار
مو کر ضایے وَق گوٚبرو

عِلوٗمس نش مو پتھ مُر کھور
مو کر ضایے وَق گوٚبرو

عِلم چھے دأنسن وومرن گاش
مو کر ضایے وَق گوٚبرو

لمہِ ستو ژلہِ نے سأری ڈر
مو کر ضایے وَق گوٚبرو

عِلوٗ ے تھاوان ہر دم شاد
مو کر ضایے وَق گوٚبرو



تألیم پرنس مو کر ژیر
عِلمہ رؤس گرؤھکھ منز سنہِ کھایے

عِلم چُھ کلس سونہٕ سُند تاج
عِلوٗ ے کینہہ ژینۍ پرِ ماتھایے

عِلوٗ ے رأضی چھے موج تے مول
عِلوٗ مہِ ستو اندِ نے سأری بنایے

عِلم بناوی زندٕ دل شیر
مو کر ضایے وَق گوٚبرو

عِلم کرناوی سأرسے راج
مو کر ضایے وَق گوٚبرو

عِلوٗ مس مظفر بر سخ لول
مو کر ضایے وَق گوٚبرو





# دوستی

دولتو منز بڈ چھے دولت دوستی
باگہ راوان ماے محبت دوستی
دوس دوستس پتھ دِوان چھے زُو پُن
چھنہٕ ڈُچھان زانہہ برونٹھ تے پتھ دوستی
بأگرأوِتھ کھیٚن دنان کتھ ہاوِنے
چھے چاوان لولہٕ شربتھ دوستی
ییتھ نہ آسن کانہہ ہُتھ دأقف درمیان
باوِ نےٚ یارن چھِ سوے کتھ دوستی



آسہِ پڑاہ پرأنی گأمژ دأنسہِ کنز
ہتھ چھِ آسن تیٚوت طاقتھ دوستی
ییٚلہ ولان چھی نال گنہ وِزِ مُشکلات
تیٚلہ بنان تمہِ ساتہٕ چھے ستھ دوستی
دون رلأوِتھ چھکھ بناوان کیناہ اکھ
اکھ أکِس پٹھ چھے وندان رتھ دوستی
آسہِ نے لیس زاگہِ روٗزِتھ دُشمنہٕ
تس کرانے چھے حفاظتھ دوستی
دُشمنی گے کارِ شیطأنی پزے
ژٕ ہسا ربہ سنز چھِ رحمتھ دوستی
چُھس منگان مظفرؔ خودایس بوٗزی تن
روٗزی تن اسہ دون سلامتھ دوستی



## مہ کر ژیر

بیگ تُل سا سۆکوٗل نیر — مہ کر ژیر مہ گر ژیر
ہِنہٖ سا گزھی زبَر زیر — مہ کر ژیر مہ کر ژیر
بن رُت نیک بَن — غلط کامہن مہ سا سَن
دربدرَ مہ سا پھیر — مہ کر ژیر مہ کر ژیر
زِٹھبن زِٹھبن عِزتھ کر — قدِر کر تۃ عِزتھ گَر
ہمَتھ کرَ بنگھ شیر — مہ کر ژیر مہ کر ژیر
مامے محبت بأگراو — حَسد، لڑاۓ، جگڑ تڑاو
لول بُرتھ اول شیر — مہ کر ژیر مہ کر ژیر
مائلس ماجے وفا کر — قرآن پڑَ، نماز پڑَ
ژوابن ژےٗ گزھی ڈیر — مہ کر ژیر مہ کر ژیر
بیگ تُل تۃ سۆکوٗل نیر — مہ کر ژیر مہ کر ژیر



## سگریٹ چُھ زہر

چوان سِگریٹ گِندان چھکھ زار پانَس
دِوان پَنہٖ ہنو اَتھو چھکھ نار پانَس
گلان چُھے مناہٖ، ہوکہ وَچہٖ، شوش ہَن ہن
گوٗحان چھکھ دامہٖ دامےَ خار پانَس
ژےٗ چھے باسان بہ چھس زہنتھِ خبر کیاہ
ژےٗ ماچھے پےٗ یہٖ چھےٗ کوِھ ہار پانَس
کھسان چھی لانکہ قرضکی، داٗنکہ ڈزنے
تھوان ماچھکھ چَندس کھنڈ ہار پانَس

شرابہ ہتھن تہٕ اَمہٕ سِگریٹہٕ ہتھن
گژھان چھے تاوٕ ہُند کریٚہنیار پانس
پڑاوان بجر بروٗنٹھہٕ چھے ژٕے سِگریٹ
تھوَان ماچھے ہکھنہٕ رَفتار پانس
نَشَس منز چھے نہٕ روزان پانٕہ زانہٕ
گژھان چھی لکھ توٚے بے زار پانس
نَشَس کوٗرمُت مَنع پانٕے جنابنؐ
بنوٗمُت توتہٕ چھے ژٕے یار پانس
تموکھ سِگریٹ ترٲوِتھ میانہٕ بابا
ڈٔوچھ کیتھ نو وِیی لوکچار پانس







# بَن

تاپس منز شیہجار ژٕ بَن — سرٕو شِہُل دِودار ژٕ بَن
دۄن منز باگ روز کٔدلکی پاٹھی — دۄن منز مو دیوار ژٕ بَن
ظُلمس جبرس کیُتھ ٹاٹھو — کھہرن دِتھ تلوار ژٕ بَن
کمزورن بیکسنٕہ ہُند — یاور تے غمخوار ژٕ بن
مجنتھ گُرتھہٕ پانٕہ کماو — لۄکن پٹھ مو بار ژٕ بن
پأدِ دِلس منز کر انصاف — زانٛہہ تہِ مہ با بے عار ژٕ بن
مألس ماجہ تہٕ وۄستادن — رُت فرمانبردار ژٕ بن
اتھہٕ دارنس یِنہٕ با روزکھ — پانٕہ پَنُن ذمہٕ دار ژٕ بن
اۄند پۄک پننہٕ نُے مُشکاوٗن — خوشوٗنی مُشکنی دار ژٕ بن
اپزس نِش ژٕل واراہ دوٗر — پۄز پۄز ون پۄز یار ژٕ بن



# پکِو پکِو

پکِو پکِو، پکِو پکو
مسا تھکو، مسأ تھکِو
کرِن چھے طے اگر سفر
دِلن اندر تھوو مہٕ ڈر
ہمتھ کرو گنڈو کمر
پکِو دِیو مہٕ پتھ نظر
یہ راتھ ڈلہِ تہٕ ہوالہِ سحر
قدم تُلو مسأ تھکو



پکِو پکِو، پکِو پکِو
أکس بییٚس مدتھ کرو
تہٕ دوکھ مہ کأنسہِ ہُند زرِو
رُتے وُنو ، رُتُے کرو
ادب ہیٚچھو، سبق پرو
فضوٗل کتھ مسأ بکو
پکِو پکِو، پکِو پکِو
نبکی ستارِ توہی بنو
اپز زہنٕز تہٕ ما وُنو
کرو توہی کامہِ جان جان
کرو نہ یُتھنہٕ مان مان
مُشکھ چھکِو وتن وتن
گندن گندن اسن اسن
دوان گرِٹھو ینا رُکیو
پکِو پکِو، پکِو پکِو



# رِتی تے زبر چھو

گبر چھو گبر چھو
سبھٹاہ رِتی تے زبر چھو
یہ تن من شیشہ ہیوی چھو
توہی قومکو گبر چھو
ونان پزرے پزر چھو
صحیفکر زن اچھر چھو
توہو ہنس ماجہ مالس
سوکھچ خوش خبر چھو



بران چھو سأری لول
پننہ چھو یا ووپر چھو
سبھٹاہ رِتی تے زبر چھو
توہی قومکو گبر چھو
توہو پھولونی سحر چھو
توہو مولہ روس گوہر چھو
سبھٹاہ رِتی تے زبر چھو





# موج

تاپہ کزاین منز چھ اکھ شیہجار موج

نٔز یَس قدر چھِ بس غم خوار موج

بأے بینہ تے دوست آسان مطلبی

یار آسان بس چھے وفادار موج

شفقتُک مرہم نِمتھ زخمن شُرس

پانہٕ للہ ناوان دِلس منز نار موج

شادِ وزِ لاگان نُھ پرتھ کانہہ اکھ پُھن

منز غمن چھے بس یوان درکار موج



آپراوان میوٚنڈ تہٕ چاوان دامہٕ دوٗد

چھے کران رِگندُناہ وندان لوکچار موج

دُنی یہس منز شفقتچ اکھ ڈألی موج

پیرِ ونس لارِ ، تارس تارِ موج

دود دگ اولاد سُند زروان نہٕ زانٛہہ

تیٚلہ گرٛھان چھے پانہٕ تہِ بیمار موج

مَس ہِندر پأوِتھ شُرس، تھأوِتھ نظر

پانہٕ راتس روزٕ نےٚ بیدار موج





# ممی ڈیڈی

ممی ڈیڈی جان چھم
وندان پنُن پان چھم
گُنگو چیز انان چھم
رِڑ کتھ ونان چھم
سبٹھاو خوش تھاوان چھم
وندان پنُن پان چھم

چکرس دوٗر نوان چھم
جیب خرچا دِوان چھم
ربّہ سِنز شان چھم
وندان پنُن پان چھم



رُت چھِم کھیٚاوان
صاف چھِم تھاوان
کران مےٚ سران چھم
وندان پنُن پان چھم

ہمیشہ کرکھ عِزتھ
بُڈن کرکھ خدمتھ
تہندی احسان چھم
وندان پنُن پان چھم





# کتاب

بہٕ چھس علمہٕ ہٕتمن بٔرِتھ اکھ کتاب
تھوان دوستی یُس مےٚ ہٕتمن جناب
ٲمراں تس زمانس اندر تھوٚد وقار
بِوان زندگی منٛز سبٹھاہ چھُس بکار
انان لوٗکہٕ نےٚ چھُس اَچھن نوٗ و بہٕ گاش
دِماغس بہٕ چھُندس کٔڈان پوٗرٕ واش
مےٚ چھُنہٕ دٕنۍ یہس منٛز کٲنٛہہ تہٕ دوٗر
ہوی سارِنے بَرتھ چھ میٲنی اچھر



مےٚ نشہٕ وُچھتہٕ سأری کران سر چھِ خم
ہبکان چھِنہٕ مےٚ پوٗرتھ یے گولہٕ بم
دِیم یُس دِماغس اندر جایہ ہَن
تِمس نو چھےٚ کُنہ چی تہٕ پروایہِ ہن
تھوان یُس مےٚ ہٕتمن دل و جان لَے
گرٕھان مَن چھُ روشن، ژلان تس چھےٚ کھے
لبان میانہٕ ہٕتمن چھ آدم تھزر
بہٕ چھُس ہیٚچھناوان ادب تے پزر
یِوان میانہٕ ہٕتمن چھُ لبہٕ نے خدا
بہٕ چھُس دُنۍ یہس منٛز الگ تے جُدا





## نماز

نارِ ہے گلزار پھوٗلروان نماز
غم، ستم ، دوکھ دآدِ ژلہٕ راوان نماز

یم کران چھی پانژھ وَق قأیم دوہے
دوٗر جنہم نِش تمن تھاوان نماز

آسہِ کوٗرمُت یُس طبیبو لاعلاج
تس چھِ بلراوان شفا بخشان نماز

رِزقس برکتھ یتان گونہٕ ہن عفو
بَرگنہ رنگہٕ زانہہ تہٕ لو پادان نماز



ذات پاکس نِش وسالت بُڈ بُتھ
سارنے گونہٕ ہن چھِ بخشاوان نماز

محشرس منز تریشہِ ہتمن ڈ دِ متمن
آبِ کوثر تریشہِ کنہِ چاوان نماز

دوٗر شیطانس نشے تھاوان نماز
وتھ یہے سیٖز تے سبزر ہاوان نماز

سارنے اکسے صفس منز چھے انان
جنتکہِ درواز مژراوان نماز

قبرِ ہنز تنگی تہٕ سختی کاسہِ وٗنی
نوٗرِ پنہٕ نے ہتی پرٗزلاوان نماز



# مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ

مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ
پزٕتھ جایہِ پزٕتھ جایہِ
اَجہِ بچھ نالس
ووٹہٕ لایہِ ، ووٹہٕ لایہِ
ووتھس یام شو گگنے
نستہِ اندر بیاکھا ژلیہِ
گُنہِ چھنہٕ وبہٕ نےٚ
کرَان چھم ژنگہٕ رایہِ

رأسہِ رأسہِ اندر ژایہِ
مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ
ابو چایہِ پیالس
مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ
اکھا پیٹھ ہو گگنے
مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ
بیٚتھ گنہِ فبو نےٚ
مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ



کرٕ یایَم ژھل کتیٚ
بیٚتھ زن پڑھی بایہِ
بَتس سِنس بیٚیہِ چایہِ
خو دایَس گرٕھہِ منگنٕ سایہِ
یمہٕ چھےٚ ٹلان ٹبن شمبن
زِندٕگی چھےٚ کرَان ضایہِ
گندٕگی پیٹھ پلَن چھےٚ
صَفائی چھےٚ بچَن پایہِ

توتہِ مگر تکو ینٕ ستیٚ
مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ
ٹھان اُزی زِتھوان بایہِ
مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ
پھالاوان چھےٚ اِنفکشن
مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ
دَوا ستیٚ گلَن چھےٚ
مچھِ آیہِ مچھِ آیہِ





# مُچھِ آیہ مُچھ آیہ

مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ
پڑبتھ جایہِ پڑبتھ جایہِ
اَجہِ بچھِ نالس
ووٹہِ لایہِ ، ووٹہِ لایہِ
ووُتھس یام شو نگنے
نستہِ اَندر بیٔا کھا ژایہِ
گنہِ چھنہِ وبڑ نےِ
کرَان چھم ژگنگہِ رایہِ

رأسہِ رأسہِ اَندر ژایہِ
مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ
ابَو چایہِ پیٔالس
مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ
اکھا ہپٹھ ہو نگنے
مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ
بہتھ گنہِ فہو نےِ
مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ



کزیایَم ژھل کتی
ہیتھ زَن پڑھر بایہِ
ہَس ہنس ہیٔہِ چایہِ
خو دایَس گوھہِ منگن سایہِ
یمہِ چھے ٹلان ٹمن شمبن
زندگی چھنے کرأن ضایہِ
گندگی پٹھ پلَن چھے
صفأیی چھنے بچَن پایہِ

توتہِ گر تکو ین ہتی
مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ
ٹھان اَزی زِتھوان بایہِ
مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ
پھأَلاوان چھےٗ اِنفیکشن
مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ
دَوا ہتی گلَن چھنے
مَچھِ آیہِ مَچھِ آیہِ



| ١ ایک | ٢ دو | ٣ تین |
| --- | --- | --- |
| ٤ چار | ٥ پانچ | ٦ چھ |
| ٧ سات | ٨ آٹھ | ٩ نو |

# گرٔینڈ

اَکھ زٕ ترٛے ژور زاہنہٕ گژھہِ نہٕ کرُن شور
پانٛژھ شےٚ سَتھ أٹھ موج پٔنٕز چھم مےٚ ٹاٹھ
نَو دٔہ کاہ باہ چیرٕن گژھہِ شیود دِین تاہ
ترواہ ژوداہ پنٛداہ شُراہ رٕژ رٕژ کامہِ کرٕ ہا
سَداہ اَرداہ کُنوہ وُہ مُظفر سِگریٹ تمیٖک دٕہ
دأہہِ دأہہِ سَمَن ہتھ یہٕ چھےٚ سیٖزٕرے پٔزٕرے کتھ
ہَتہٕ ہَتہٕ چھُ سَمَن ساس یُتھنہٕ کھیٚیکھ ھٕلو ناس
ساسہٕ ساسہٕ سَمَن لچھ خودا صأبا پٔزٕتھ وِزِ رَچھ
یٔود ژٕٹے آسی کرٛوٗراہ یُتھنہٕ گژھی غوٚرٕ راہ
یاد تھٲوِزِ دوہ تہٕ راتھ روزٕ بٕنی چھےٚ تسنٕز ذاتھ



# ون، ٹو، تھری

01
02
03

وَن ، ٹو ، تھری، بابا وَن ، ٹو ، تھری
وَن ، ٹو ، تھری بابا وَن ، ٹو ، تھری
بارٕنی جوراہ أکِس اکھ ہی
وَن ، ٹو ، تھری، بابا وَن ، ٹو ، تھری
بوتہِ لنگس پٹھ شِنہٕ پی پی
وَن ، ٹو ، تھری، بابا وَن ، ٹو ، تھری
پاپن یِٕ اوٗنم بوٗٹی[1]
لاگتھ گوم سُے رٕژ کھنڈ فری
وَن ، ٹو ، تھری، بابا وَن ، ٹو ، تھری
راجو ، جگو ، بیم تہٕ چٹکی[2]
وُچھ ہوکھ ولہ تراوو ٹی وی
وَن ، ٹو ، تھری، بابا وَن ، ٹو ، تھری

---
[1]: لوکٹ بوٹ، بوٹہٕ پیٚو تاہ
[2]: راجو، جگو، بیم تہٕ چٹکی چھ،شری ڈرامہٕ ہن ہندی کرداریم یوگو ٹی وی چینلہِ پٹھ اداکاری کران چھِ (مظفر)

# آسمان

کلَس پٹھ چُھ ساِیبان | خودا صأبُن آسمان
دؤر دؤر گول گول | وارِ وُچھ أچھ کھول
نُوان اوبرِ مَلَر چھِس | بدلان کلَر کلَر چھِس
کھو نہٕ منز چھِس تارکھ | یتھُنہٕ دوہلہٕ ژھا رَکھ
شام سَپدِتھ نیرَن تٕرٕ | زوتہٕ وِنی گُنز گُنز
اَتھ تل چُھ گوٹ تہٕ گاش | فِکرِ ہے ترِہے مے کاش
چھم دِوان کُس ژھنہٕ وَن | چھم دَپان اِنسانہٕ سَن
کلَس پٹھ چھُ ساِیبان | خودا صأبُن آسمان



# آب

ساز وایان پکان چھُس کولَو پلَو وَسان چھُس
دوہَس راتَس پکان چھُس زاہنہٕ تہٕ نباہ تھکان چھُس
سبٹھا زور وار چھُس ژھبہٕ کرَان نار چھُس
پان تھاوان پیش چھُس ترِیشہٕ ہتَہن ترٕیش چھُس
تھَل چھ رُوان میانہٕ ستہٕ سورہے زُوان میانہٕ ستہٕ
عالمٕچ چھم وَچھس دَگ زٕمینس چھُس دِوان سگ
میانہٕ ستہٕ چھےٚ زِندگی سَے چھم کھران گندگی
یؤت تھاوکھ صاف مے تیٔوت واتی فأیدٕ ژے



## شین

شین یُس کھیٚیہِ
بمار سُہ پٕیٚیہِ
دود کربس . زیوٚ
ودُن اِد ہیٚیہِ
ڈاکٹر کریٚس ترُس
شین کھیٚیہ یُس





## کُلۍ

تاپہٕ کرٲین منز دِوان شیہجار کُلۍ
آدمس پربتھ وِزِ یِوان در کار کُلۍ
تھو، تھون شوٗبی پٔنٕن ماحول صاف
رُد اتھو پنہٕ نوٕ پنٕنۍ غمخار کُلۍ
کُلۍ دِوان چھی ہوا ، شوٚد، صاف پاک
بونہِ کُلۍ ہیٚیہ یارِ کُلۍ ، دودار کُلۍ
لِکر دِوان ، زیُن دِوان ، دَن پن دِوان
وقتِ سختی بس چھِ مُہمکۍ یار کُلۍ
چارٕ واین کیُت غذا مویسر تھوان
سر سبز ، شاداب، گٔنۍ، پنہٕ دار کُلۍ



# بوٗنۍ

موٗٹ چھچل بوٗنۍ چھس
سبٕھاہ شوٗبہٕ ووٗنۍ چھس
چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ وتہٕ گھ
یُس نہ مےٚ نش کڈن تھکھ
بنومُت چُھ قودرتن
نقشہ دار میون پن
رنگ میون دودٕ دار
انگ انگ شہجار



باغن منٛز چھم منزس جاے
مےٚ نِش اندان لولہٕ نیٚاے
دِوان چھُس منٛز دُزالین
جاے گانٹہٕ آلین
گُلین منٛز بہ رأنۍ چھس
کشیٖرِ ہنٛز نشأنۍ چھس
پنٛس گرشھان گونہٕ چھم
نألۍ زن تہٕ رونہٕ چھم
ہرٕ میأنۍ پنہٕ تُلی
مہرِنہِ ہندی مأنز گُلی
مُشکہٕ مُلِتھ میأنۍ تن
رٹھ رٹھ ہن ہَن





# موم جامہٕ
## POLYTHENE

یٖاُرٕ پٔلکھ شہر گامہٕ
لۆکھ ما اَتھ سَنٛن چھی
زٔمین کراَن تَباہ چُھے
ہوژان نہ یہِ سَوان چھے
اَمے ستیٖ چھِ نوان دانہٕ
کانٛسہِ ہیوک نہٕ گالِتھِے
ماحول کران گندٕ چُھے
گتھ یہِ فائدٕچ بوزبا

پَتھر وُچھکھ موم جامہٕ
سورُے اُتھی منز اَنٛن چھی
مُضِر سبٹھا ہَبا چھے
زٔمینَس تل دَڑان چُھے
غمس منز چھے بدلان شاُدی
نارس منز تہِ زاُلتھِے
سبٹھاہ پرتھ انٛدٕ چُھے
اَمہِ نِشہِ دوٗرٕ پے روز با





# رام رام بُدرٕنی دوٗنٛی یے

رام رام بُدرٕنی دوٗنٛی یے
مہرنی ہش چھکھ باسان
گاہے گاہے چھکھ نیران
بون وسکھا یکھا سون
چُھ کُس یوٗت کاُرٕی گر
سائٕی چھے اکِہ منگ

چھکھے شوٗب دوٗنٛی یے
ژٕ کتے چھکھ آسان
اسہِ چھُ چون فیران
ہاوے ٹی وی ٹیلی فون
ییمی ژٕ بناُوکھ سوندر
اسہِ تہِ دِتے پنٕنٕ رنگ



## نِنٛدر

یِوان رأسہٕ رأسےٚ بہٕ چھس شامن
اژان چھس شہرن تہٕ بیٚیہ گامن
کُنی زٕٹھ دِوان چھس گوڈنِتھ شُربن
شونگان تم چھ ماجِبن کھستھ کھونہِ گُربن
ییٚمس تیٚنےٚ اُچھن پٔٹھ پتہٕ چھُس گوبان
یِوان ٹھولہٕ تِمس اورٕ یورے نژان
تھکُن چھس بہٕ سوٗرے ہا ژلہٕ راونےٚ
کلہٕ دود، دگ پھٕرٕ بلہٕ راونے



انان خاب ہلمَس اندر چھُس بہٕ ستی
یہے رنگ برنگی لُکن کتی ہا ستی
بہٕ چھُس میٹھ واراہ تہٕ سٹھے شِہج
یِون چھس اڈٕبن کم تہٕ اڈنےٚ گُتج
یِمس کأنسہِ أکسےٚ بہٕ راوان چھس
کُنے ما یوٗأنی تِمِس پتہٕ چھُ ٹیس
اثر چھس ییٚمس پٔٹھ پٔنُن تژاونےٚ
پتاہ چھس نہ کُنہ چی تِمِس تھاوِنے
بہارس لُکنٕ تیژ گوٚب چھس پیوان
چُھ اختابہٕ کھٔسی تھےٚ ہُشار گرژھان
نبس یٔوتاہ یٔوتاہ چُھ گاشا پھولن
بہٕ چھس تیٚوتا تیٚوتا دورےٚ ژلن
رِتے صبحتہٕ چی اکھ علامتھ بہٕ چھس
خودا صأبہ نی بڈٕ ہا نیامتھ بہٕ چھس



## پوش

أسی چھ پوش أسی چھ پوش
وُچھین والین نِوان ہوش
اَسِہ چُھ مُشک خصلتس
أسی چھِ کرٛان دِلن راج
أسی چھ پھولان بانہِ نےٚ
سارِنے رٔنگی ہوۍ پھولان
اَسِہ چُھ رٔتان کھونہِ بہار
اَسِہ چُھ بومبُر گتھ کرٛان
اَسِہ چُھ شبنم تَن چھلان
واو کرٛان گوٗرِ گوٗر

سارِنے ہنٛدۍ جِگر گوش
اَسِہ نہٕ کُنیٚک چھیٚ بوش
اَسِہ چُھ حُسن قِسمتس
أسی چھ شوٗبان گلَن تاج
أسی چھِ شوٗب لاگہِ نےٚ
سارِنے ہتھن رَلان
اَسِہ چُھ بُلبُل راز دار
أسی چھ لُگنَ خوش کرٛان
سانہِ بتھن غم ژَلان
باغ شولان پوٗرِ پوٗر





## ایس کریم

اَیس کریم وول آو
پاں پاں کنَ تھاو
مٔمی پاپہٕ تھوان بیم
توتہِ کھموٗ اَیس کریم
ممی وَنو پاپَس وَنو
تم نےٚ مانَن لاگوٗ رینٛٹھ
اَیس کریم چُھ خوش کرٛان
أسَس آب چھُم یِوان
آیس کریم چھُ مزٕ دار
کٔژن وول سون یار



## کیڑھا میڑھا

پاپَس ہمہ روپیہ وُہ
اِہ کیڑھا اَنہ آ
وَانہ پٹھ گُرے[1]
تتہ زَان کینٛہہ ہُرے
تِی دِمہ واپَس
گرِ پنِنس پاپَس

---

۱: ''گُر'' چھ گامُک ناو






## جوٗس ڈبہ

میانہِ رَبّا بوزِ کھا
بوز تہِ ووٗنی زار میون
چُھم نہ بیٚیہ طمع کینٛہہ
آسہِ ہن ہے روپیہ مے
مانہِ کھا ووٗنی بوزِ کھا
جوٗس چُھم سخ خوش کران

جوٗس ڈبّا سوزِ کھا
پی تتنے عار میون
چھم نہ چندس جمع کینٛہہ
تیٚلہ نہِ حق منگہِ ہےٚ بہ ژٕے
جوٗس ڈبّا سوزِ کھا
گریٚشم چُھم سخ تنگ کران

# لالی پپ

ممی ، ممی پاپس دپھ
انکھا مٹو مےٰ لالی پپ
ووڑ کیٹا ووڑ کیٹا
رڑ ممی چھکھنا
وتس وتس
انصاف انتس
ژھوپہ گرتھ کھمہ ہا
مومہ ما چمہ ہا



# کیل

مدر میٹھ کیل چھس
زیٹھ ، رنگہ دار لِدر چھس
نرم چھس بہ گوے گو
ییلہ بہ گرشھان اویزان
گرشھان کوت نہ مالہِ چھس
ڈاکٹرو تہِ مائی ہس
بیماران بہ دوا چھس
لکن یوان آبہ گلو

کیل چھس بہ کیل چھس
میٹھ تہ ییہ مدر چھس
کھوان یُس بنان دو
اِدے شُبان وأنس وان
لفافس منز ڈالہِ چھس
ٹھیکھ سبطھاہ زأنی ہس
فأیدہ منڈ اکھ موا چھس
ہوان توے چھم مےٰ مٹی



## سنگتر

بہٕ چھس اکھ سنگتر
گول گول لِدُر چھس
شکل میانٕ گول وُچھ
أندرٕ کانٛژ گوجہِ چھم
لیس چھ ولان کامبل نال
خراب گوٚھان لیس پیشاب
کِنن درجن وأرٕ چھم
بوز گوٚبُر یاد تھاو
وٹامن چھُ مےٚ منز سی[2]

فأیِد مند کیاہ زبر
میوٗٹھ تہٕ مُدُر چھس
دبل ٹُلتھ کھول وُچھ
رسہٕ رس ، نرم ژَم
تُمس ژٹن چھس بہ زال
تِمس دوا بہٕ جناب
وأنی ژواپأرٕ چھم
آرینج[1] مےٚ چھم انگریزی ناو
سأری لوٗکھ زانان تی

[1]: orange [2]: Vitamin C





## سوٗنہٕ کوٗر

ہتہٕ اَچھِ دأرٕ یے
کلس اَنے سأرٕ یے
سوارِ اَنے گأرٕ یے
تتھ منز گرٛھو پہلگام
تتہِ سَمکھِ لوٗکٹ مام
مامَس ہمہو روٗپے
روٗپیہِ اَنو پھوکہٕ بستوٗر
بہٕ چھس رٕژ سوٗنہٕ کوٗر

# مرڑ وانگُن

پرُڑھوم مَرِڑ وانگنَس | راتھ سےٚ مٔنز آنگنَس
پیرِ کیاٰزِ چھےَ ژےٚ تیٖہ | ہتو اَڈِ پیٖئتہٕ ژےٚ
زبِوٚ ڑُھنان زیٚتہٕ چھُکھ | پٔنڈی کڈان بَتہٕ چھُکھ
اُچھن والنَ اوش چھُکھ | کَڈِتھ نِوان کوٚش چھُکھ
میاٰدس کران زوٚد چھُکھ | ہرگِز نَباہ شیوٚد چھُکھ
کرَان ہو چھُکھ عذابہٕ | جادٕ ہو چھُکھ خرابہٕ
مرِڑ وانگنَن توٚر ووٚن | دِچھتھ لاگنَ چھُکھ ژاون
خطا چھےَ ژےٚ پاٰنَس | گِنڈان چھُکھ مےٚ جاٰنَس
بوان چھُکھ ژاورَے | کرَان مےٚ ستیٚ زورَے
گلہ پیٚٹھہٕ مےٚ ژٹنَ چھُکھ | وۄ کھلَس اندر رَٹن چھُکھ
اُتی چھِھم ژٹیٖن | مٔیون چھےَ ژےٚ فیٖٹنَ
پَتہٕ تہٕ کراہ تاب بےٚ | خراب چھسا بہٕ کِنہٕ ژےٚ






# قلفی وول

گرُھان چھُکھ یِتھے مٔیون پوٗں پوٗں کنَن
کُنی ٹلھ چھِ شُری دورِ گرِ کُن اَنَن
اگر نَے مےٚ کرِ تیٚتہٕ روپےَ چھکھ بنَن
دِوان ٔستی دڑابڈ میٚٹھ تم کھنَن
گرُھان ریڑ واٰلس جمع اَندی اَندی
کڈان نیاٰے لاٰگتھ چھِ گرِ کِمن پٔنڈی
گُمژ چھاٰتی آسکھ خرابہٕ تہٕ زَن
شُر بن کیا اَیس کریم تم توتہٕ کھین

کلر میٔون ڈیٖشِتھ بہ آریٖنج[2] ہو،

کران مۆڈ ؤدکۍ ؤدکۍ پَنَن چیٖنج[3] ہو،

زٔرِتھ وارِیاہ مُلۍ مگر چھم ہوان

گژھتھ خوش زٔنۍ سۍ پتہٕ چھم لبان

وَنۍ کیاہ ژنۍ کو تاہ یمَن چھس بہ ٹوٹھ

پھُٹران چھِ مےٚ پتھ کِکرۍ[4] کورِ لوٹھ

یوان بازرس چھس بہ رتہٕ کاکۍ سےٚ

کۆنَ تام رتہٕ نےٚ سُمبتھ خاکۍ صےٚ

ییٚلہِ ییٚلہِ چھےٚ آسن سخت گرمہِ کرأے

کھوان تیٚلہِ لوکٹ بڈۍ مےٚ چھم جایہٕ جاے

شُربن میانہِ بتمین ہمان سخت ترِیش

وٹان شہر گامے سبھا چھس بہ کیش[5]

---

[1] دراىد: شور ٹلُن، فریاد کرُن (مظفر) [2] سنگتر orange

[3] بدلاوُن، بدلُن change

[4] کِکرۍ: کر کر کرٕ وُنی

[5] نقد پونسہٕ: cash





## خر

بہ چھس خر، بہٕ چھس خر

عقلہِ کنۍ بہ موٚٹ چھس

خبر کۆت تہِ روٗچھمتے

لیس نہ ؤنِتھ سمجھ آو

ٹلان گوب بور چھس

ییٚلہ بہ دِوان ٹانگ چھس

سأری ژھنان چھم مےٚ چھر

سارِنےٚ چھس کھران

لار چھم سأری کران

وارِ مےٚ کُن نظر کر

قدِ کنۍ بہٕ ژھوٚٹ چھس

باسان چھس بہ ہوٚکھمتے

تس چھُ پیوان میون ناو

ساران اورِ یور چھس

سیٚودزن لاگان سانگ چھس

مےٚ گژھِ کھسِنۍ گاسہٕ یڈ

پیٚار چھم نہٕ کانٛہہ کران

لول چھم نہٕ کانٛہہ بران



## هونِہ بچہ

هونِہ بچس بوچھِ ئُج
زو گیس لٹِہ کُج
بوچھِ ما چُھ زرِ نےِ
ہیوٗتُن بچور مرئے
دودِ گوٗل ژھارن
ژٔپس توے لارن

ترأوتھ تُمِس موج ژٔج
وؤدُن گیس پراژ ۂج
اوٗش توے ہرِ نےِ
دوٗل دوٗل کرِ نےِ
ماجہ پننہِ پیاران
ماجہ پننہ ژھاران





## کوکر پوٗت

میےٗ چھِ وَنان کوکَر پوٗت
پوٗژھ یِی تنَ خاص کوٗت
پان چھُس بہِ گالان
نکھہِ چھُسَن سَہ والان
ٹوٗتھ سَخ اِنسان چھُم
سُے مےٗ زُوتہِ جان چھُم
چھُس نہِ جانٹ غم کران
لولہِ تَسِنٛدِ چھُس مَران

یام گرٔھَس منگنہِ پھل
تام ژٔھنَن چشمہِ تل
سَخ چھُ لاگان غاٗر زان
مطلٔی چھُ اِنسان
یورِ مےٚ کر نوو عاشِق
تورِ دپَن ژےٚ کھیٚنٛز لأش
اورِ والان لۄر چھم
سَخ مےٚ ژانان توٗر چھم



## مأنۂ ووٗٹ

ژھوٚٹ موٚٹ مأنۂ ووٹ
اَنمہِ ڈُلس اَندر پھوٚٹ
دوُدُس ڈِبہِ[1] دوُدُس ہوٚٹ
أچھن گوس اَنہِ گوٚٹ
رنٛگ ڈولُس گوٚو کھوٚٹ
مےٚ پیٚیہِ نظر، میےٚ روٹ
رٔٹِتھ یِتھے چھوٚلُم
اَتھہِ منٛزِ سُہ ژولُم
ژاو منٛز واجے
کرٛنکھ لأىِن ماجے

[1]: بہ معنی "یدٗ" (مظفر)



# دودہیوٚتُم گاوے

دود ہیوٚتُم گاوے سُہ ترووُم چاۍے

چاے گیہ مزٕ دار

کوٚرُم اکھ سماوار

سُہ ہٕرُم پیالس

مہرازٕ لالس

مہرازٕ لالس چاے اُنٛج میٹھ

گاوِ بٔنٛز ووٚمبر زہٹھ





# ژٔر

پھر پھر، پھر پھر، پھر پھر، پھر

پھر پھر، پھر پھر، پھر پھر، پھر

ژرِ گٔیہ ژیرٕ گُجہِ لنجہ پٹھ کھر

ژرِ لوٚگ ڈنگ، ژرِ پھُٹ زنگ

لٔنڈ اٗس ترٛوش، ژرِ پھوٚٹ اوٚش

ژَرِ دِتی بارو، پروردِگارو

بلہٕ ہا وُپھ ہا، وُپھ ہا ژلہٕ ہا

پھر پھر، پھر پھر، پھر پھر، پھر

ژَرِ گٔیہ ژیرٕ گُجہ لنجہِ پٹھ کھر



## کُتج

کُترِ جے گوٗھکھ کوٗت

دُپھ تُل لوٗت لوٗت

اوٗرِ ہے چُھے تاپھ توٗت

پھیر پھیر پھیر پوٗت

مےٗ نژھ ہوٗت یوٗت

اتہِ ہے آسی جندِ موٗت





## گاٗنٹھ

گرتھ توٗنتھ ذٗر چھس برابر بہٕ اٗنٹ

کٔشیرِ اندر رلٔکھ وٗن چھم مےٗ گاٗنٹھ

بڑنن ، بونہٕ نےٕ پیٹھ بناوان بہ اول

ژھربن کاٹھ کانبن ہُنڈٕے گول گول

زمانس اندر سخ بہٕ بدنام چھس

نِوان پوٗتی تھف دِتھ کھُلے عام چھس

چھُ میاٗنس دِلس منٛز اکھ رژھ نہ عار

نِوان پوٗتی چھس تے کران چھم مےٗ لار

زنانن چُھ کینٛژن پہوان میون ناو
پھبُن بیٚیہ سُندے ییٚلہ تمن خوش نہٕ آو
پکھے لاگی تھےٖ چھم سیوٚ دٕ زن مےٚ شوٗپٕ
نِوان کأُنسہِ کلہٕ پٹھ تُلتھ چُھس بہ ٹوٗپٕ
رٹن یُس پنجن منز، ژلی پتہٕ سُہ کور
کھوٗان چھس نہٕ سبزی بہ چھس ماز خور
یِمے نفسہٕ باپتھ کران چھس بہ یوٗت
نِوان ناٹہِ پھوٗل کأُنسہ تے کأُنسہ یوٗت







# نوٗل

کوکرِ ترٛؤو ٹھؤل
زاگہِ روٗدُس نوٗل
نوٗلَن ٹُل لَچہ منزٕ
رأسے بوٗرُن مچہ منزٕ
نظر پیٚیہٕ گگرس
ٹھوٗلے ژوٗرِ نیوٗنس
نوٗلس گوو ڈاکھ
نوٗلَن ژھٔٹ باکھ



# بطخ پوٚتی

بَطخ پوٚتیو سرآن کوٚر | جان کوٚر جان کوٚر
صاف پٔژن پان کوٚر | جان کوٚر جان کوٚر
وُچھتو وُچھتو وُچھتو | کتھو کتھو تارِ کو
رُت آسمان کوٚر | جان کوٚر جان کوٚر
ژٔوٚ وَ ما لَرٕوآیی | دیٖو اَسہِ مِٹھأیی
شُرِ بو تہِ اعلان کوٚر | جان کوٚر جان کوٚر





# بیوٚر، شُرتہٕ گگُر

بیٚاریا بنکھ نا میون دوس | گگرن أکر چھم تلُمت توس
کِتابہٕ بیگس ٹکن چھم | شاڈس پیٹھی پیٹھی پکن چھم
ہندرے منز چھس آسان مس | أکتھ لاگان چھم ٹھس ٹھس
رَسے پکان چھم أندی أندی | کرِ کیاہ ہندر کڈنم پنٛدی
پاپن تھایوس لاگتھ ژھل | تس روز توتہِ بیچھ کل
سخ چھم کران پریشان | وَندِ ہے پنہٕ نے زوتے جان
اکہِ لٹہِ دِتن رٕڈی تھےٕ میٚے | بوڈ دوڈ ٹوٚرا دمہ ہے ژیٚے



## گگر کتھ

گرس منز کُمی کیاہ چھ کھٔٹتھ تھوومُت
گگر اوس بوچھِ ہوٚت تہٕ دژاگس پیومُت
رسے ژۄرٕ ژۄرے اندر تام ژاو
تلاشی کُرتھ تورٕ پۄت کھۄر دراو
کہنٛی کھسنہٕ چیزاہ نہ تتھ منز لوٚبُن
شرارتھ کھوس پان سپدُس دۄگُن
سبدیاو تام راٗسہٕ سُہ دوٚیِ مِس گرس
لوکٹ زۄد کوٚرنس دۄژ کِس برس



دِژن اورٕ یورٕے گُژھس تام ژھاٗر
کِچنس اژنس دِژن ما سہ تاٗر
وُچھِن شلفس پیٹھ خوراسان باٗڑ
تتھ منز وُچھِن اُس اکھ تھنہٕ چاٗٹ
وُچھن یام آیس برُتھ آبہٕ گلو
تُجن تتھ دندو ٹِتی ہن ہن کوژھلو
بہ یکدم نین تھنہٕ چاٗٹی سہ کھبتھ
ہُنان یڈ تُمِس گیہ تہٕ ووپھر ییہ جتھ
کوٚرُن دود گگرس لاین چکے
پتھر پیوٚ وُسہ یکدم تہٕ آیس درہ کے
طریقس اندر نے غذا یم کھیٚین
تمے گگرٕ سندی پاٗٹھی بمار پیٚین





# صبر

بوزِ ناوتھ کتھا پگھ

وُچھم گولاب کُجا اَکھ

بُتھا کرِتھ دوزُل نار

یِوان اَسس مُشکھ دار

وانس وانس زن عطار

دِیتُم مےٚ اَتھ لرے تھکھ

گوٚڑِتھ ہنا یوٚہے وَق

سئِنتھ مےٚ اَتھ نظر ترٲو

وُچھتھ سبٹھا عقل راو

دِلن کڈِم گُنی ووٚتھ



ہۄرتھ وُچھم کنڈ بن پٹھ

اَما سَنا قِصا کیٚا

خودا زانَن خبر چھا

پرٛژھوس مےٚ، چھے تسنٛز دژے

پأدٕ ییمٕی کرٕکھ ژےٚ

یوٚت کیٚازِ زرن چُھکھ

اُف تہٕ ماکرَن چھکھ

سرَن تھوٗدے پرٕدٕ تُل

وَنُم ژٕ بَس ییٚتے گُل

پھٔلی کھتے ژٔے یم گُل

بوٗزِتھ تَمے ٹیٲنٛز کتھ

ووٚنُن ہأوِن ندامتھ

پھولان چھم پوش ییٚتی

صبر ییٚتی صبر ییٚتی



# خیاٗلی پلاو

نفرزٕے أکس اکھ سبٹھاہ أسی دوست
تمن منز وُچھان اکھ ژھری خاب اوس
ہمن مُلی کوکر تے سو ترایم مےٚ ٹھوٗل
اِنکھ تم ییم اکھ نفع بنیہ مےٚ موٗل
کران یي یوتامتھ سمن ژور ساس
تمن پتہٕ گبا پھلی سےٚ ہمہٕ بہ خاص
گرٛھتھ پاٗنژھ ربتھ ییلہ سو تزاوِ چھر پوٗت
سُمِتھ اکہِ اکے کھوٗل بنم بڈ سہ کوٗت



کنن ییٚلہ یکوٹے پجُس پتہٕ سہ کھوٗل
اتی کڈِ مےٚ قسمتھ بدل پاٗٹھی ہیوٗل
لچھو وأرٕ ییٚنم تمن پتہٕ مےٚ دیٖار
تمن ہمہٕ زمیناہ یکوٹہٕ بہ کھار
زمینس بناوٗن گووٗے ژوٗنٹھی باغ
غریٖبی ہُندے روزِ ما گنہِ سہ داغ
وسان ژوٗنٹھی آسن ٹرکو وأری تتھ
کران روزٕ ترقی گژھے ما بہٕ پتھ
لگن منز امیٖرا سبٹھاہ بےٚ بنیے
اتی گاڈٕ ہناہ سوارے انے
زٕ ژور پور شیرُن گوٗو پتہٕ مکان
ادے کرٕ بہ نیٖتھر تہٕ پاتھم زنان
دل و جان لیس آسہِ مےٚ پٹھ مرن
سو أچھ پٹھ مےٚ ما آسہِ مُچھ زانہہ زرَن
تُمِس شُری مےٚ زیوٚنم تہٕ ونَم ابا
بِہتھ آسہ خوجہ ہیوٗ بہٕ ترأوِتھ گبا

یزتھ گامہٕ ہے منز مےٚ آسم سرس
کران آسہٕ حکما بہٕ پربتھ کُنہ گرس
کھنٛز چیز تے ماےٚ آسم پرے
یِوان حاجتس لگھ مےٚ آسن گرے
ونان یی وِقت لس اتھو ژوٗرِ ژوٗل
تیجہٕ دژاو شکسن تِمس نال وول
گرے پتہٕ گرے پتہٕ سہٕ روٗدے بیچھان
نصیحتھ چُھ امہ منز گوٗرُ یی ہیچھان
خیاٗلی پُلاو یُس نہ زانٛہہ چھے کھوان
تُمس کینہہ تہٕ حاصل چُھ ما پتہٕ یِوان







## شُر

لوکُٹ موکُٹ شُراہ اوس
کران اوس نہٕ ژھوپے
اکہ دوہہ شُرس نظر ڈٔج
ودان ودان شام گوس
دوہس ماتمی کھنٛز کھیٚوو
ماجہِ ییٚلہ تمی سنٛز شیٚچھ بوٗز
آیہ دون دورن
موہٕ کرِ نس کھورن
تیٚتھ نہٕ کران پیار کانٛہہ

ماجہِ پنہٕ نہٕ ٹُلان توس
منگان اوس روپے
موج تِمس ژوٗرِ ژٔج
بوچھِ لُجس سوتیوس بوس
چکر آس پتھر پیٚوو
ڈٔنجہ نہٕ تَس وانج روٗز
دود دیُتنس فورن
ماجہ ہیوٗ نہٕ یار کانٛہہ
تیُتھ نہ ووفادار کانٛہہ



# بُلبُل

وُڈران اوس بلبُلا
تُلہٖ کلُس تَل اُسۍ
دوپُن صَلاح چھنا جان
خوش گژھتھ لنجہ بیٚوٚٹھ
خوش گژھتھ گوبہٖ لوگ
سپنس دِتُن دوگ دوگ
زٕ ژور یام تمۍ کھنیہٖ
آنہٕ ریٖیوٚ لوپہٕ نوو
یکدَم سُہ ژول بچۆر

وَتہٕ وُچھن تُلہٖ گلاہ
أسَس آیس آبہٕ کھاسۍ
سأری کھمبَس امہٕ ییٚمہٕ سان
اَکھاہ کھیٚون لوٗگُس مئوٚٹھ
مئوٚٹھ موٚدُر سرٕوگ سرٕوگ
خودا صأبَس اَز توٗگ
رأسے کھوس انہٕ ریٚیہٕ
بلبلس مَزے روو
ژول بچۆر خمر کور





# گرٔ

ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک
وَق ہاژلہٕ وُن ، شیٖنا گلہٕ وُن
رنگ روٗپ ڈلہٕ وُن ، سوٗرا پھولہٕ وُن
ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک
اکہٕ لٹہٕ نیرِتھ ، ییہٕ ماپھیرِتھ
پوٚت زاہنہٕ واپَس ، شِہلِس تاپَس
ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک
وَق چھُے سورُے ، ہورِے تہٕ یورِے
وَق ییٚنہٕ راوُر تس روو سورُے
وونۍ بڑو نٹھِے ، کَتھ چھےَ شو نٹھِے
وَقتس قدرٕ کر ، وَقتے چھُ بہتر
ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک، ٹِک ٹِک

## سرینج

پُلاسٹلک چُھس سِرینج
خبر کِمس أ کِس تے
کھوژان مےٓ چھِم جاد شُری
لَأ گِتھ بُتھِ چھِم بسَن زےٹھ
بیمارن ما پڑن چُھس
اڈبن رٹن چُھس بہ رگ
دوا پھلئِ یِیتِہ گڑھان فیل
کران چُھس بہ دود غاَب
لوٗکن باسان خراب چُھس
میانہِ ستی ہا بلان چھِو

مےٓ تھی گڑھان موڈےٓ چینج
دُنی یہس منز پتا چھے
ٹلان مےٓ تھی وَدن ہُری
توٗنتھا گُرتھ سبٹھاہ کرےٹھ
رونکھس اندر اژان چُھس
ٹلن چُھسکھ کُنی دگ
تتبن ہاوان چُھس بہ کھیل
تی چھِ زانان ڈاکٹر صاَب
فکرِ تاریکھ یہ کتھ کُس
کاَم کار کران چھِو



## چھاتہٕ

چُھس بہٕ کِرہُن چھاتہٕ
چھاتہٕ ہسا چھاتہٕ
یام لاگن زانٛہہ چُھ روٗد
تام گڑھن چُھس بہ بوٗد
روٗدس دارن تن چُھس
زیوٗٹھ گُرتھ دَن چُھس
مےٓ تل یُس آسن چُھ
تِمِس دوٗر باسن چُھ
تاپس آسن چُھس بہ بنٛد
چیز چُھس بہ فاَیدٕ منٛد

# سایکل

بہٕ چُھس اکھ سایکل
گھُسُم دِم پیڈل
دوے تیز وُزل
مہ کر ژیر چلو چل
واتہٕ ناوتھ جل جل
باغس اندر اچھ دَل



# ناو

دِودارچ ناو چھس
لۄکن دِوان تار چھس
خوش گرٕژھتھ وسان تم
صرف پانس ستیٚ کُل
ہاوٕ کیٛا ٹیٛلے بہٕ
یتیٚن تہٕ زانہہ پھسن چُھس
سُہ مےٚ رٹتھ زیٚر چُھم
سخاوت بہٕ کرن چھس

روزان در ڈۄرِ یاو چھس
تمن مدد گار چھس
پننہٕ کامہٕ گرٕژھان تم
چُھم مےٚ آسان ہم تُل
تمِس روٗس ما چلے بہٕ
بار اُمِس کھسن چھس
مأنِز تو سُہ پر چُھم
آبہ پیٹھی ترَن چھس



## سورمہٕ

اگر زن بہ سورے کرٛہن شکلہِ چھس
کران ناپسند توتہٕ وتم مےٚ کُس
چھِ مالکھ ژٕ وُچھ میانہ شکلے وچھان
دوپُم تم چھِ شرفس میانس سنان
لکھان وُچھتہٕ شأیرِ مےٚ پٕتھ ٕکتی شار
اکے لٹہ نسا کینٛہہ دوہے بار بار
کرِہن چھس مگر چھس بہ بخشان شوٗب
سجاواں چھسکھ أچھ بہ ہر قسمہٕ خوٗب
گژھان میانہ ٕتمن سُنّت اکھ چھ پوٗر
پسند أسی کران مےٚ حضرت، حضوٗرؐ
کرِہن أستھے وُچھ تہٕ لُکھ کیا بےٚ واے
کران شوقہٕ پٕتھن أچھن منٛز مےٚ جاے





## مائنز

خوجا أسی تن، أسی تن یاتہٕ ہائنز
کُنی سارنے رکھ دوٗپُم چھس بہ مائنز

لگان سارنے چھس اتھن بو ہشی
انان ٕستی پانس سبٕتھاہ چھس خوشی

مناوان چھِ لُکھ پوٗز اکھ میأنی راتھ
سبٕتھا تھزٕ تہٕ اعلیٰ چھِ کیا میأنی ذاتھ

دِوان دۄن دلن چھس تا عُمر جور
رلاوان تمےٚ بہ چھسکھ اوٚر یور

لگانےٚ اتھن ییٚلہ بہ چھس مہرٕنین
کھسان بوش چُھکھ کیا چھِ شوٗبن سجن

گٕژھان میانہ مُشکے چھُ معطر جہان
سُمتھ بأتھ میأنی چھِ کورے گوٚوان

ژوٚپاسے فدا لُکھ چھِ مأژرے نمن
کران چھس بہ روٚنصتھ تمامن غمن

یوان کٕنِنہ بٔری بٔری بہ پوٚزٕبن چھسے
سبٹھاہ ٹاٹھ دوٚپہے بہ کورٕبن چھسے





## گاندھی جی

یِنہٕ توہی زانان بوٗزِو تی
شٔخصا اکھ اوس گاندھی جی
وٕلتھ سہٕ دوٗتیا، ڈٔکھرِتھ لوٗر
عأنکھ لأگتھ سادوٗ پوٗر
جِسما اوُسس کمزورٕے
پکُنا ٹکُنا نٕنہٕ ووٗرٕے
کلٕس اوُسس مَستا کم
زِرنےٚ منٛز اوُسس دَم خَم
تیٚتھ ہمتَس منٛز اعلیٰ اوس
زأنوٗ زَن اَکھ بالاہ اوس

وطنٕک اَکھ گُلِ لالہ اوس
یتھ نہٕ مولہٕ تیٚتھ لالاہ اوس
اَمنٕک رٕژرٕک کاتچھنَ وول
ڈُلہٕ تیمۍ ژُھن انگریزن ڈول
انگریز ییلہٕ اُسۍ باج ہوان
ہندوستانَس راج کران
گاندھی جیَن وون لوٗکن
انگریزن ووٚنی تھاوِو ہن
عدمِ تشدُد وَرتاوِو
اتھ واس پانہٕ دأنی توہۍ تھاوِو
تُل نہٕ اَتھن مٔز تٔمۍ ہتھیار
کتھہٕ وٚپ یتمن کوٚرنکھ وار
اٰخر انگریز آیہٕ بداد
ہندوستان ترٛاوُکھ آزاد
اَز تہٕ کران چھِس سأری یاد
واہ گاندھی جی زِندہ باد



# دُکاندار

مفتےٚ سودا یُس اسہِ دِیہ ہے — سُے گوٚژھ آسُن دُکاندار
چِنگم پھٔل زَن یورے منگہٕ ہوس — تورٕ سہ دیُن گوٚژھ سوٗرے جار
ہنگہٕ منگہٕ یُن گوٚژھ گُلفی وولا — پوٗں پوٗں کرٕوُن سایکل ہتھ
دوٗرے وُچھ ہن تورے ونہٕ ہے — رٹہٕ کھوٚ گوٚبرا چاکو بار
وُڑنس کوٗتاہ مزٕ میےٚ لگہِ ہے — اسمانس پٔٹھ ہوٚہس مٔز
میٚتہ گرٛٔہ پکھہٕ ینہِ میانہ خدایا — بہٕ تہِ زن بنہٕ ہا جاناوار

رَسنا پوربن ہنز گرٕھ آسۍ
برفی چاٹنن ہُند گوڑھ آسُن
رام رام ہٕدرنی دوٕنۍ وٕسۍ گرٕھ
متھۍ ہاتمی سندۍ رنگ ہہ تہ پانس
لبلہ ؤژھس گرٕھ ہنگہ منگہ زوینۍ
نمہِ ہن چکرس پانس ستین

جاے بناؤتھ واراہ بڈ
أندۍ أندۍ دِتھ تتھ تھوٚد دیوار
بون یتھ مئانس ہلمس منز
پلو بنہٕ ہن مینتہِ رنگدار
اِد کرِ ہو آسۍ کتھ باتھ
ہاوِ ہَس پنہٕ نی ساری یار



graphics; almukhtar publications islamabad kashmir